# کلامِ مقبول



اوّل




مرتبہ

آزاد کاشمیری

ناشر

علی محمد تاجر کتب حبہ کدل

سرینگر کشمیر

# کلامِ مقبول

## غزل نمبر ۱

مے خانہ دتُن عشقُن شراب
مستانہ کوٚرہ کرتھس خراب

چھُکھ پانہ روز ست درحجاب
مستانہ کوٚرہ کرتھس خراب

چھُی خال و گیسو پٹھ رُخس
زن بولعب منز دوزخس

گنڈ مُت بہ زنجیر عذاب
مستانہ کوٚرہ کرتھس خراب

زلفانِ دل کش واتہ کر
دائمِ بجا بر پامہ کر

بے تاب دل لوگُس درطناب
مستانہ کوٚرہ کرتھس خراب

قد چھُی سہی سرو روان
خد چون دلیشٹ شکس پوان

ذرہ زُون چھا گنہ آفتاب
مستانہ کوٚرہ کرتھس خراب

آہو اچھو وُچھہ وچھہ دلبیر
ہرتن چھہ تمہ کوی اضطراب

دربندِ زلفت چین وہند
شکرلبن یاقوت ناب

مہ رو ہلال ابر وسعید
قربان کرن جان تت ثواب

بینہ نقشِ پا برخاکِ کو
یالیتنی کُنت تُراب

مژگانکن کانہ پھلن !
وُرمت چھہ زن سیخن کباب

یم غمزہ تیر غماز گے
ظالم پگاہ کیاہ دن جواب

مقبولِ عشقنہ تراٹہ ہل
ذوقہ پران شوقچ کتاب

برخونِ مردُم گرتہ مہ شیر
مستانہ کوہ گرتھس خراب

شیرین دہانس یار قند
مستانہ کوہ گرتھس خراب

دیدار چو نوی بڈ چھہ عید
مستانہ کوہ گرتھس خراب

وُچھمے تنہ چھُم آرزو
مستانہ کوہ گرتھس خراب

چھکہ جاسئے منز سانن دِلن
مستانہ کوہ گرتھس خراب

عاشق شہید ناز گے
مستانہ کوہ گرتھس خراب

سی پارہ دل ہت دربغل
مستانہ کوہ گرتھس خراب

# غزل نمبر ۲

ژورہ مہ ژل ہاہا ژلو
مورہ نار تھاؤتھم ڈانبلو
حُسنہ گلُستانہ کہ گلُو!
زار دنان چھُی بلبلو
عشقہ شراب خانکہ مُلو
تنہ یوان چھمنو زُولو
مس سنبل زن کالو!!!
درایہ عشاق بیون سلسلو
سرد مہر و سنگین دلو
واٹ لگن تت مشکلو
مژرہ تیر والماس پھلو
کینہ کمکو چھُی قاتلو

یوُر ولو لول ہو آم
یوُر ولو لول ہو آم
خار دِلس عشقن ژام
یوُر ولو لول ہو آم
ینہ برت دتھم جام
یوُر ولو لول ہو آم
بستہ کرت دل در دام
یوُر ولو لول ہو آم
شیشہ دِلس تتھ ضرب آم
یوُر ولو لول ہو آم
سینہ ژٹھتھم جگرس تام
یوُر ولو لول ہو آم

غش مہ آیوم عشقہ منزلو
خونِ جگر اشہ چے کولو
سرمہ ہژرہ چھی یمبرزلو
ہرنہ ژلن منز جنگلو
چانہ موہنہ نارہ تنگلو
پختہ زالتم دوہ شہلو
زونہ ڈبن سگرمٹی پیٹھو
ہوسس لبن مست عاقلو
ژورہ ژہ چھک بو کتو پیلو
مورہ بسر گیژراہ للو
ژہ بو نچہ ہیمنا وردلو
زنچہ مہ گژھ میانی گلو
مقبول کرن ہمندہ مقبلو
یتہ ونہ سے قدمن کلو

تسنہ چوان چھس ناکام
یورِ ولو لول ہو آم
وُچھتہ فولن گلِ بادام
یورِ ولو لول ہو آم
چُھوک مہ لوگم جگرس خام
یورِ ولو لول ہو آم
یتہ گژھم روشن شام
یورِ ولو لول ہو آم
دوہ سوزکنا پیغام
یورِ ولو لول ہو آم
ڈنچہ ہم دوہ آرام
یورِ ولو لول ہو آم
دِتہ مہ دیدار انعام
یورِ ولو لول ہو آم

# غزل نمبر ۳

مس دت مدنن گرنش ٹھرئے
دوره دوره گرنم وڈھ مانده ریٹرئے
لشه گنگه زا جنس اپشه نا ئیٹرئے
دوھ دوھ تھونم وصلچه شٹرئے
پراران گرنس آره گره شٹرئے
سانچ آوانه گیمو سوٹرئے
زخماه لایت گرم پرگشٹرئے
صبحکه واو واسه گُن پیه ٹرئے
بُلبل زن چھپس لوله ہٹرئے
روپه تن نادے یم تس گشٹرئے
کسنه تله دور چھپس ته دان ٹرئے
تمه زره قبول ره نا ٹیرئے

تس دے چھم مٹھرئے لے
نشه بیٹ روزہس نه سی مالی
تس دی چھم مٹھرئے لے
راتس تھاونم وپران سیے
تس دی چھم مٹھرئے لے
دزه سوزه عشقنه بووزه لئے
تس دی چھم مٹھرئے لے
تس گله سنز مابو یا چھے
تس دی چھم مٹھرئے لے
سونه داده پیه مو شتر کھے
تس دی چھم مٹھرئے لے
تس دی چھم مٹھرئے لے

# غزل نمبر ۴

ڈُن وُن ڈُن دمہ تُس جانانس — مانس جبل متو گُوم
سن تے وتگمی ژہور م جہانس — مانس جبل متو گُوم
سنگر مالن تہ کوہستانس — سندر مالہ ژہا نجوم
بندر ور ایس ہمکانس — مانس جبل متو گُوم
تس سنگ دس نامہربانس — ہنگہ کُوٹھہ پر نگ پاریوم
رس انگوم تس نش کس بیگانس — مانس جبل متو گُوم
دید اندر گکس خلوت خانس — جانکہ شمع زاجوم
پروانتس سورگہ پردانس — مانس جبل متو گُوم
لیہ سبب تجسنہ تہف دانانس — بیہ بیہ وعدہ دیت گوم
خلاف کو نم عہد و پیانس — مانس جبل متو گُوم
گل رخ یارس نازک پیانس — سنبل موئے ڈینچھوم
شوبان کیاہ تہیس خم ابروانس — مانس جبل متو گُوم
بر دپہ ارس شکر دہانس — کر بیہ گا سم لُوم
ہر وزہ مقبول فرمان مانس — مانس جبل متو گُوم

# غزل نمبر ۵

مہ امروز از عنایات چھہ دل شاداب لئے
تمنا تہ مدام درام و چھسم یارِ گُل اندام
رخش صد صبح در شام جبین مہتاب لئے
ویپاس اسے شکر لب کتھا کرتم شرُ لب
بلم خستہ دلس تب جگر از تاب لئے
سیہ دلِ خال ہندو دو چشمش عین جادو
چھوان ڈیشت چھہ آہو مُسکت نالاب لئے
سُو چھم مائل بو غافل مہ ہمدم غم سو خوش دل
سو خندان روے سایل بو در گرداب لئے
صبح چھس مصحف رو میانِ کفہ گیسو
سو خمدار طاق ابرو غمک سیلاب لئے
وزُن از نے زلتس تھو وزُن سوی زانہ کیاہ گو
یمس از فرق سر گو غمک سیلاب لئے
بشمع روے پرُ نور سپین مقبولہ پو نیور
توے نارس گرڈھی نور گرڈھک سیراب لئے

# غزل نمبر ۶

گُو نہِ لبتو پے ژہارہ ونے
ونہِ ییی ڈُوی کاسس منے

جانہ نشہ نیر اڈھ منز ستنے
ونہِ ییی ڈُوی کاسس منے

کوہ ژھنڈک کھاوُ بہ دھُپن
ہیرہ نہ بون موہِن سوو چھُین

فیر موپت چھُی بر ونٹھہ سگنے
ونہِ ییی ڈُوی کاسس منے

کلہ دالن منز مے خانہ
مبہ بر بر بھتھاوُ پیمانہ

یتہِ ھ لیُس تور سوی گرڈھ چینے
ونہِ ییی ڈُوی کاسس منے

ڈُور کوت لارک پہ دِشہ
پوُدِہ ییے ڈکہ بوہن لنشہ

نُور کیاہ ننتہ زانک انے
ونہِ ییی ڈُوی کاسس منے

عشقہ صدرسس منز ہنہ دُشن
ہال نہ ہین چھُہ ہت لال کہسُن

ننتہ گیاہ چھُن دم دِنہ سبنے
ونہِ ییی ڈُوی کاسس منے

گوڈہ لاکر بہ ما سوی اللہ
دمہ دمہ پہ ہو اللہ ہو

ضرب الا اللہ ادہ سنے
ونہِ ییی ڈُوی کاسس منے

صاف صدف زن یلہ بنک
فوطہ آست دُرسپنک

ادہ قیمت نیری نہ سگنے
ونہِ ییی ڈُوی کاسس منے

زان کرسیت زانس ژہ زان
جان زانی گو زانہ وسنے
اندرہ گرژھ کھوچرک مل ژلنُ
کال کہہ دچہ ہچھ کیو ہوسنے
حال ونن مطلب چھُ بنن
بنہ تی لُبس یہ بنتِ ونے
اچھ تہ ڈُڈھ کَن تہ زبان وٹت
تَنہ بنی زوھنہ سھنے
تھومہ قفس جسمک کثیف
موٹہ جان ٹلہ تن ہلہ ستنے
گرژھ خلوت اٹرھ منز دِلس
بنہ گیاہ قید رو زنہ چھنے
سرہ مقبولہ کرہ سِرہ خدا
سرہ ئے گرژھ سرمایہ چھوسنے

زان چھُ زندہ تہ مردہ ازان
ونہِ ییی ڈُوی کاسس منے
نبرہ گیاہ نتہ سون زن زلنُ
ونہ ییی ڈُوی کاسس منے
قال چھون گیاہ فائدہ وَننُ
ونہ ییی ڈُوی کاسس منے
بہتہ پانس منز پان کھٹت
ونہ ییی ڈُوی کاسس منے
جانور جانگ گرژھ ضعیف
ونہ ییی ڈُوی کاسس منے
لارہ گیاہ اعتکافس تہ چِلس
ونہِ ییی ڈُوی کاسس منے
ذرہ چھُنہ آفتابس جدا
ونہ ییی ڈُوی کاسس منے

# غزل نمبر ۷

تھو ہوش اندر ہر نفس
اللہ چھُ بس باقی ہوس

پانس منز ژی انتہ رس
اللہ چھُ بس باقی ہوس

وچھتو ژہ نورِ ذات حیٔ
وانت چھُ سوی در کُل شیٔ

ژہن موده ژی پانس نیٔس
اللہ چھُ بس باقی ہوس

زندانہ ہیبت یورہ گژھ
رندانہ در میخانہ اژھ

کے کرہ ژہ عشقن مے جنس
اللہ چھُ بس باقی ہوس

گلزار عرفانس اندر
وچھ گلعذارن ہند بندر

رنگ کیاہ دتن ہر صورتس
اللہ چھُ بس باقی ہوس

از ملک کثرت تل قدم
در بحر وحدت مار دم

کر روز عادت دم دنس
اللہ چھُ بس باقی ہوس

چھُی ناف کرُسی عرش سر
کرھیرہ کلیجہ کھس تہ وس

وچھ نورِ شمع معرفت
ہو گھوڑ عکس آتش

شہباز اگت بر مثرر
ہو بن ژہ نفانی مگس

ذکرِ خفی کر دم بدم
تھوہوش اندر ہر دمس

دم دارہ مورا ورہ دَ ماہ
کر یادِ حق در ہر نفس

تراوت انہ زی ان تہ رن
تھو موالنس رہ منز منس

مقبولہ در ملک وجود
گژھ محو منز نورِ حقس

تت سیل کر نس میل بہ
اللہ چھُو بس باقی ہوس

کر پونپرن پاٹھ تت ژہ گت
اللہ چھُو بس باقی ہوس

از عرش و کرسی کر گذر
اللہ چھُو بس باقی ہوس

ہا سالکو راورمہ دَم
اللہ چھُو بس باقی ہوس

بے دم مہ رو زاک رُماہ
اللہ چھُو بس باقی ہوس

اَنتھس اندر ساتھاہ ژہ ژَن
اللہ چھُو بس باقی ہوس

کر سیر دریائے شہود
اللہ چھُو بس باقی ہوس

# غزل نمبر ۸

روشہ ون مت ہوشہ مشنس گس ونس ینہ سہ پرے

جوشہ عشقنہ نارہ کے چھُم تن مہ زالان ہرت ونزے

شعلہ دیوہ ون لولہ نارن زولنم ورسینہ دِل

آہ کرہ ہا چھس بو کھوژان زیوتہ تت پُشہ ملونزے

میان آہن آہ اثرہ زاہ کورنہ لتس آہن دِنس

کیاہ ونے کتھ دور چھُ پتھ آہ سنگ خارس منز سزے

مار زلفن کُن ینامس الفتک اتھ کھوژ کھوژ

خم کرت کیاہ رم کرُن دونیم ژہ مولکم ان ونزے

عارہ رستی وارہ کو رنم وارہ کہہ سندراہ بو

خارلیس تھو گگر خونا چارہ بلبل زن گرزے

عشقنس نارس اندر زلنس دہ مقبولاہ ژہ تن

جانہ گوے پروانہ لتس لیس شمع صورت دِل ونزے

# غزل نمبر ۹

| | |
|---|---|
| غافله رُوزِت چھک بے خبر | دریاد حق کرِ سے |
| نیرُن چھی یمه بوه سره نبر مذکور | پہ اران چھی آس وہرت قبر |
| خبر ژه کو نو چھے | بے وابه نفس پٹ والے تبر مذکور |
| سمسارِ پنه پاٹ برم بازیگر | کم کم ژ ہر یته گے |
| ہیو ته خرچاه چھی دُور سفر مذکور | رچھ پاس انفاس ہچھ سوی ہنر |
| کاسِس آئینس کھے | دہ پرده اثه پرده ژل وایه مه بر مذکور |
| اَدّے عشقن سبق ژه پر | لبک وصُلک سپے |
| پرواز ژل پیده کرِ دُفه ون پر مذکور | عاقله وُچھ واره چھک باخبر |
| غافل چھ ماشے | حاصل کرُن مولاگ وپر مذکور |
| پروانه زالان چھی بال وپر | پروانه لس کرِ بے |
| چھَس پوشه فُولے نارگ ترز مذکور | سر بازه سپن مو تراد سپر |
| ڈر تراد ت کرے | گرٹھ ہال زینت اثه بر دنگھ اندر مذکور |
| مقبوله اصلس کرُند ... | وصالگ حیک اوده مے |
| پیمانه بربه چھی وایه مه کر | دریاد حق کرِ سے |

# غزل نمبر ۱

چون وُور رچھ عذاب — جان جانانہ ولو
وُچھ نگ رونہ تاب — جان جانانہ ولو
چوم ییہ لولہ شراب — رند مستانہ ولو
گوم دِل مست خراب مذکور موی رویس چھُ نقاب
بہہِ تابانہ ولو — زونہ پٹھ زن چھُ سحاب مذکور
چان وُٹھ لعل خوشاب — شکر افشانہ ولو
قوُتِ یاقوت ناب مذکور سنبلن زلف جواب
عشقہ بیچانہ ولو — ژھنہ ون چھنہ طناب مذکور
دِل بلبل چھُ بے تاب — گُل خندانہ ولو
ژلم غم اضطراب مذکور انہِ کُس تاب عتاب
بہہ بانانہ ولو — یا جواب یا ایجاب مذکور
بو لیکھے عشقہ کتاب — ژہ غزہ لکھوانہ ولو
پانہ پربہرِ ثواب مذکور رٹہ بو روزِ حساب
چیرہ دامانہ ولو — زاہ تہ آہمنہ نجواب مذکور
بوز مقبولہ خطاب — دل پریشانہ ولو

تُل قدم کرتہ شتاب
جان جانانہ ولو

# غزل نمبر ۱۱

میون یارس کنہ چھنہ ژمان    دل چھ برمان انتنی وسی
یوٗت متۍ منداوشمنہ گمان    دِل چھ برمان انتنی وسی
لعل لبن چھس رنگ عقیق    برگ گلو کھوتہ تیز رتیق
واتہ نہ تیت یاقوت رمان    دل چھ برمان انتنی وسی
ینہ تم شوخ چشمن رندن    مست خراب کرلنس گندن
تنہ گو فتنہ در دورِ زمان    دل چھ برمان انتنی وسی
کاکلکے نازکہ خمہ    دل مہ دلان چھم دمہ دمہ
زلفہ ہالکل جالس چھ لمان    دل چھ برمان انتنی وسی
مژہ تیرن پٹ قاتلن    تِجہ کباب کرن دلن
چلہ لدت چھس بمہ کمان    دل چھ برمان انتنی وسی
روزنہ امید چھ شب برات    واتہ نا ازد صبح برات
ظلمہ ہجرکہ نش خط امان    دل چھ برمان انتنی وسی
خال بمن منز داغ فراق    زنگیا اگ بہت اچھ بہ طاق
نتہ ہیونداہ کعبس نمان    مذکور    رد شہ فولے لج سوز پوش
خوش چھ قمری بلبل چھ توش    واتہ چمنِن منز سروچمان    مذکور
دورکہ تند آتشہ    دودیہ مقبول زد لتھن لشہ
زاہ تہ چھنہ سوزش ہمان    دِل چھ برمان انتنی وسی

# غزل نمبر ١٢

دلبرہ یکنا سونوئے لول آم دتہ درشونوئے
گلبرہ خار چھم چونوئے لول آم دتہ درشونوئے
ژہاران بولوس چان نیب فیران در بالا و شیب
یتہ ییہ وندہے کرونوئے لول آم دتہ درشونوئے
درہ زون درہ چھیس لُجبڑی زرہ زرہ چانے گجبڑی
کرہ کیاہ ژہ تھو تھم گرونوئے لول آم دتہ درشونوئے
چھُی سرو قامت خوش لوُن رقارہ سیتی دِل نوُن
نازک بدن رنبہ ودنوئے لول آم دتہ درشونوئے
نارج قبالاگت ستنے ژولہم مہ نو چھم وت دلے
غم غصہ کیاہ گوم امیونوئے لول آم دتہ درشونوئے
ینہ گوگ نیرتہ مہ انشہ گژھتھی ژہ رود ہم پردشہ
تنہ چھُم مہ دل لوبہ ودنوئے لول آم دتہ درشونوئے

مادرسن ہنزہ

بیہ

پرژھ قسچہ

# کتابہ

شرن ہند تعلیمہ ہند سامانہ

گژھن سرگس قیمتس پیہ وانہ ہین

ی محمد تاجر کتب حبہ کدل سرینگر کشمیر

